# دگ چھےٚ کُنی

(جدید عالمی نظمن ہُند کاشُر ترجمہٕ)



انتخاب، ترتیب تہٕ ترجمہٕ

ستیش وِمل

گلشن کلچرل فورم کشمیر پبلی کیشن

# دگ چھےٚ کنی

انتخاب ترتیب تہٕ ترجمہٕ

ستیش وِملؔ

ناشر

گلشن کلچرل فورم کشمیر

© Genral Secretary
GULSHAN CULTURAL FORUM KAHSMIR

- DAG CHE KUNI
(Kashmiri Translation of selected Modern world poetry
By Sataish Vimal

# دگ چھےٚ کُنی

(جدید عالمی نظمن ہُنٛد انتخاب)

انتخاب ترتیب تہٕ ترجمہٕ : ستیش وِمل

چھپنٕ وٕری : ۲۰۰۵ء

تعداد : اکھ ساس

کمپیوٹر کمپوزنگ : محمد یوسف میر (ولی دارالکتاب ٹینگن پانپور)
فون:951951-237581

سرورق : سید ہمایوٗ قیصر

مول : ۲۰۰ روپیہ

ناشر : گلشن کلچرل فورم کشمیر

پبلشر: گلشن کلچرل فورم کشمیر

پوسٹ بکس نمبر 429 جنرل پوسٹ آفس سرینگر 190001

# ہاوُک

☆☆☆

تَمہِ درگاہچہِ ڈیڈِ ہٕنٛدِس دَاسس

ییبتہِ سأری رِشتہٕ مانہِ چھِ لَبان

# عرضِ ناشر

کأشرِ ادبچ کتھ ییٚلہِ تہِ ووتھان چھےٚ تیٚلہِ چھُ یہِ احساس وُبدُر رتلان زِ عالمی ادبس لرِ پکنس قأبِل سون گُلہم ادبی سرمایہِ چھُ أکِس محدوٗد دأیرس منٛز ہبنہٕ آمُت یُس واتنیاور کہِ سببہٕ پننہِ اَمہِ مخصوٗص دأیرٕ منٛز مکمل پأٹھی نبر چھنہٕ نیرتھ ہبکان۔ یِتہِ ونو زِ یہِ چھُ پننِس اتھ دأیرس منٛز تہِ قلمکارنٕے تام محدود تہٕ عام پوٚرمُت لیوٚکھ مُت کأشر تہِ چھُ اَمہِ نِشہٕ ناوأقف۔ امیُک بوٚڈ وجہ چھُ یوہے زِ اَمہِ زبانہِ ہٕنٛدی شہکار آے نہٕ وقتہٕ وقتہٕ ترجمہٕ کرنہٕ تہٕ نہ چھُ یہِ رجحان یتھ کمپیوٹر دورس منٛز تہِ ووتلن ہیوٚان۔ اَمہِ اعتبار اگر أسی دُنیا اکھ عالمی گام (Global village) تصورس کأنہہ فأیدٕ

ٹلوٗ تہٕ مگر اَسہِ واتہٕ نہٕ اَمہِ رنگہٕ شاید کانٛہہ سوٗ چھ۔ تِکیازِ اُسی
چھنہٕ پننین نمایندٕ تخلیقن ہُند دامن وسعی کرنٕچ کانٛہہ تہٕ سنجیدٕ
کوٗشش کران۔ یہٕ چھےٚ خوٗشی ہنٛز کتھ زِ عالمی ادبٕکی کینٛہہ شہکار
آے کأشرِ زبانہِ منٛز پھرنہٕ حتا کہِ یہٕ اُس نہٕ سأنی یا سانٛین
قلمکارن ہنٛز کانٛہہ شعوری کوٗشش بلکہِ ادبس ستی وابستہٕ
کینٛژن اِدارن ہنٛزن سرگرمین ہُند اکھ حصہٕ یتھ پتہٕ کنہِ
مأدی یتک آنٛپہٕ نظرِ تل آسان چھُ۔ مگر اَمہِ باوجود چھےٚ یہٕ
گُلہم کأم داد دِنٕس تہٕ شاباشی لایکھ۔ موجودٕ ہلس دوران
گُرکینٛژو جوان سال قلمکارو اکھ سنجیدٕ کوٗشش یوسہٕ عالمی
ادبس منٛز نُمایندٕ تخلیقن ہُند ترجمہٕ کأشرِ زبانہِ منٛز کٔرتھ اکھ
رژینہٕ وَن مانہٕ ییٚہِ تہٕ یہٕ کوٗشش حبس آگہی ہنٛز اکھ عمل
مأنتھ اَتھ وِوتھہٕ بوٗ تہٕ پوچھر دِینٛ چھُ اَسہِ سارِنے ہُند
فرض۔ یِی زٲنتھ دور گلشن کلچرل فورم کشمیر کبو بأنی کاروٗ ''دگ
چھےٚ گُنی'' ناوٕچہ یتھ کتابہِ تمہِ وِزِہلم ییٚمہِ وِزِ امیگ ترجمہٕ کار
جناب ستیش وِمل صاب اَتھ چھاپنہٕ باپتھ تچھ بچھ کران
اوس۔ تتھی ہوی درجنہٕ واد قلمکار چھ تمہِ وِزِ پننی قلم پتھ رٹان
ییلہِ تِمن چھاپہِ ہنٛزن مأنی دُشوأرین تہٕ پٔرن والین ہُند

روحجان نظرِ تل یوان چھُ۔ مأ لی دشوٲری یہِ برداش کرنُک بُتر
یوٚدوَے کأنسہِ پأدٕ گژھ تہِ مگر پرٕن والین ہُنٛد رٕویہ چھُ
پُزی پأٹھی ناقابل برداش تہٕ تہٕ کأشرِ زبانہٕ ہُنٛد اکھ المیہ تہِ۔
خأرأسی چھِ یہِ ژینہٕ تہٕ زانہٕ باوجود پننہِ جایہِ فخر محسوس کران
زِ سأنی ادارن واتنوو ستیش وِمل صأبنہِ اَمہِ کوٗششہِ ہُنٛد ہرتر
توہہِ تام، یِی زأنتھ زِ اکھ واتہِ جدید عالمی ادبُک خصوصن
شأعری ہُنٛد نوٚ پنہٕ تاثر، سوچن تہٕ ژینن تژاے کأشرِ بن پرٕن
والین تام تہٕ بییہِ گژھِ ترجمہٕ کأری ہٕنٛدِس فنس کُن تہِ توجو۔
یتے چھُنہٕ کأفی ضروٗرت چھےٚ کأشرِ زبانہِ ہٕنٛدی شہکار تہٕ
جدید شأعری ہتھ عصری رٕوشہٕ باقی زبانہٕ پرٕن والین تام
واتہٕ ناونچ تاکہِ اَسہِ میلہِ یہِ سرٕ کھرٕ کرنُک موقعہٕ زِ سون ادب
کتھ حدس تام ہیکہِ ترقی یافتہ زبانن ہٕنٛدِس ادبس لرِ لوٚر
ہِکتھ۔ یم چھِ تم کینٛہہ نوکتہ یمن پیٹھ اَسہِ سارنے سوچن تہٕ
امکان تلاش کرنچ وَتہٕ ژھارنہِ پزن۔

بہٕ چھُس ذأتی طور جناب ستیش وِمل صأبن سبٹھاہ
مشکور یمو گلشن کلچرل فورم اَتھ قأبل زون تہٕ اَسہِ دیوٚتکھ
موقعہِ یہِ ادبی خدمت کرنُک۔ سأنس ادارس یوٚدوَے مألی

دُشوٲری چھےٚ مگر سأنؠ کوٗشش تہٕ اراد چھُ اَسہِ ہمیشہِ مٹھہِ مٹھہِ دِوان یُس سانہِ کامیأبی ہُنٛد بہانہِ بنان چھُ۔ أسؠ چھِ پننہٕ مقدوٗرٕ مطأبق تہٕ علمی زانکأری حسابہٕ ہمیشہِ یہِ نظرتل تھاوان زِ معیاری تہٕ ٹیکسالی ادب گوٚژھ بروٗنہہ کُن ین اتھ منٛز کتھ حدس تام چھِ أسؠ کامیاب سپدان تہٕ ہیکن سأنؠ پرن وألؠ تہٕ سانین ادبی سرگرمین نظر گنٛذرتھاون وألی وٕنتھ۔ تہٕ ازٕ یک یہِ نذرانہ تہِ چھُ اُمی سلسلک اکھ کوٚر۔

ناشر

گلشن بدرنی

گلشن کلچرل فورم کشمیر

نومبر ۲۰۰۵ء

# میٲنۍ کتھ

از بروٚنٛہہ زٕ ؤری ییلہِ مےٚ انڈونیشیا کہن کینٛژَن شأیرن ہُنٛد کلامہٕ پٔر بہٕ گوٚس سٮ۪ٹھاہ متأثر۔ کلام پران پرأنی گوم بہٕ احساس زِ میٲنس متأثر گژھنس یوسہٕ کیفیت أندرٕ ووتلان چھےٚ تتھ منٛز گژھ میٲنۍ بیٚیہِ تہِ کینٛہہ ہم عصر شریک آسنۍ۔ خبرتہِ چھا ممکن۔ آ۔ گُنہِ حدس تام ضرور۔ یی سوٚنٛچان گنیم رائے زِ بہٕ کرٕ یمن نظمن ترجمہٕ ادٕ یی سپُد۔ یمن کینٛژَن نظمن ترجمہٕ کرنہٕ پتہٕ کوٚرنہٕ مےٚ بس بلکہِ زوٚنم مناسب یہِ زِ مےٚ پزٕ ہم عصر عالمی نظمن ہُنٛد انتخاب کأشرِ بن ادب نوازن ہنٛدِ خأطرٕ ترجمہٕ کٔرتھ شایع کرُن۔ مگر ہم عصر عالمی نظمہِ حأصل کرنہِ أس نہٕ سہل کأم۔ اَمہِ خأطرٕ پیٚو مےٚ مختلف ملکن ہنٛدٮ۪ن سفارت خانن ستۍ رأبطہٕ کرن۔ تتھ منٛز بہٕ واریہن رفیقن تہٕ دوستن ہنٛدِ مدتہٕ ستۍ کامیاب سپدُس تہٕ ادے لوٚب یمہِ نظمہِ سوٚمبرنہِ زاٮ۪ن۔

پننہٕ زبانہٕ ہُنٛد تخلیقی ادب عالمی سۄتھ ریک بناونہٕ

خاطرٕ چھُ ضروری زِ أسی نیرو لوکٹو لوکٹو دأیرو منٛز نبر تہٕ

عالمی ادبہٕ کین نمایندٕ ادبین ہُنٛد ادب نظرن تل تھاوِتھ دِمو

پننین خیالن اظہار۔ تہٕ کرو پنُن ادبی کینواس کُشادٕ۔ ترجمہٕ

چھےٚ اکھ وأحد وَتھ یوسہٕ اَسہِ مختلف زبانن منٛز لیکھنہٕ یِنہٕ

وألس معتبر ادبس تانی واتہٕ ناوِ تہٕ اکھ أکِ سٕنٛز سوچن ترٛایہِ

تہٕ احساسی قدرٕ زینٛنگ ییٚیہٕ موقہٕ۔ تِکیازِ ''دگ چھےٚ گُنی''۔

مےٚ چھےٚ پورٕ وومید زِ یہِ سۄمبرن دِییہِ اَسہِ ہم عصر

عالمی نظمن متلق زان تہٕ شارشناس ن کھسہِ میأنی یہِ کوٗشش

ٹارِ۔ ''دگ چھےٚ گُنی'' نظمہٕ سۄمبرن پرٕنہٕ پتہٕ اگر توٚہی مےٚ

پننٕز راے دِیوٚ ہٕ روزٕ تھٕنٛد احسان مند۔

بہٕ چھس گلشن کلچرل فورم کشمیر تہٕ امہِ کِس جنرل

سیکریٹری جناب گلشن بدٕرنی صابن شکر گذار یمو یہِ کتاب

خوبصوٗرت گیٹ اَپس منٛز شایع کٕرِتھ پرن والین آیٕز تھاو۔

سرینگر

اکتوبر ۲۰۰۵ء

ستیش وِمل

## پاکستانی نظم (اُردو)

عزرا عباس

## بے چھبس رکھ دِوان

بے چھبس رکھ دِوان
گوڑئی چھنہ پیٹھ کھوور
اکھ، ز، ترے
وار یاہ
خبر کاژاہ
پَتہ چھبس ہیر بون رکھ والان
اَکھ زال چھبس بناوان
یُس دُور باسان چھُ
تمن سیٹھن ہیو
یمن پَتہ گنہ
گُستاخی قادی چھُ

تھاونہٕ آسان آمُت

یا یُس سمندرس منٛز وہراونہٕ چھُ یوان

تہٕ رٹنہٕ چھےٚ یوان وارِ یاہ گاڈٕ

بہٕ چھُس دوٚہہٕ دِش پی کران

اَکھ نَظم لیکھنہٕ چھُبس بہان

یہ وُچھنہٕ خاطرٕ

زِ بہٕ چھُساوٚنی صِرف اکھ

ایڈیٹ ہاوس وائف رُوزمٕژ

کِنہٕ اکھ چھمٕژ ورکنِگ وُومَن

مگر بہٕ چھُبس پرٕتھ ساتہٕ سوٚنچان آسان

پرٕتھ ساتہٕ

بَتہٕ رنَان رَنان

بَسن منٛز دَکہٕ دُرسی کھوان کھوان

آفیشل میٹنگن دوران

بلکہِ تَتہِ تہٕ یَتہ نہٕ سوٚنچُن پزٕ

بلکُل تِمہِ ساتہ

یمہِ ساتہٕ میاٚنِس خانہٕ دارُسُند

سوٚرے قوت

میٲنِس جسمس منز

خرچ سپدان چھُ آسان

بہٕ چھُس سونچان

ہمیشہٕ سان مسلہٕ اَنزران اَنزران

تمہِ ساتہٕ تہٕ

ییلہِ چانہِ اوٚنگجہِ

میٲنہِ نالکی بٹن مُژران چھےٚ آسان

تہٕ چانہِ اَچھی چھےٚ مُدے گنڈِتھ آسان

میٲنہِ شفاف سینہٕ کھن

لوکٹین لوکٹین دٲرین

مگر پزٕتھ ساتہٕ سونچان سونچان تہِ

ییلہِ بہٕ نظم لیکھنہِ بہان چھُس

بہٕ چھُس صرف رٕکھہٕ دِوان

سبز، سبز، سبز

تمہِ پتہٕ تمہٕ ژٲژٲ چھُس زال بناوان

تہٕ یوہے زال وٲلِتھ چھُس بہان

کھوٚژِ مژٕ ژٕرہِ ہندی پاٹھی



## پاکستانٕی (اُردو نظم)

وزیر آغا

### یہِ کیٛژھ آواز چھےٚ؟

آواز!
یوسہٕ کھوٚج کران، شور کران
میٛانہِ روحہٕ کِس گُلِس دُنیاہس اندروٕسنی ہبوان چھےٚ
ژ کیاز چھُکھ نہٕ بوٗزِتھ ہبکان؟

یہِ کیٛژھ آواز چھےٚ؟
زٕنتہٕ بنٛد کوچہِ کِس پاتالس منٛز
کانٛہہ شرابی
زورٕ زورٕ گرِ یکٕ درواز وایان
بدبودار، انہِ گٹہٕ بستی منٛز
عجیب شانہٕ سان

گرِ کس بے نوٗر مقبرس منٛز وسان
ژھۄتہٕ گاٮ۪متس شِشٹھیمتِس دانس ءتی لاینہٕ یوان

کرِکہٕ دِوان

ونان...... ژٕ کتہِ چھکھ؟

موٗ یکھہٕ

کتہِ موٗ یکھ؟

پیٹھ گاشہِ روٗس، کُن مکانہٕ
تٔمس ژوٗ پاسے آٗوران
تہٕ پنٛنِن خوٗنخار پنٛجن منٛز رٹان
تٕرنہِ خونٛچ لٔہر چھےٚ واتان
تمیٚ ہٕندِ بن نمن نمن

تہٕ پتہٕ

زٕنتہٕ چھُ کانٛہہ
سَنہِ کرٛیرِ منٛزٕ کتھ کران
تہٕ رُ کرُکی
وَدٕ وٕنہِ آوازٕ ہٕندِ بن جندن منٛز ولنہٕ یوان
تہٕ ونان۔

ژ...... کتہِ

ژ...... کتہِ ...... مو یکھ؟

یہِ کژھ آواز چھےٚ؟

یہِ آواز

یمہِ چہِ دَزِ وِ نہِ کھنٛجہِ

اَشہِ ہٕنٛز ژھومہٕ

توٚ پہِ ہُنٛد زہر ہیتھ......

زنتہٕ ماچھہِ ٹکر پھلوأے

یہِ آواز

یو سہٕ نہٕ جنگلکہِ پاگل ہو ہُکھ نوحہٕ چھےٚ

نہَ بالن منٛز آوار نژِ وُن گربز

نہ اوٚ برچہٕ پژ بتھ دَم گرِ ونہِ گرم ژادِ رِمنٛز

و وتھوِنی نارِ چ برہم ریٚہہ

نہ گول زٔمینہِ پننِن ہنگن پیٹھ

ٹُلن وأرِلس کھڑ بکہٕ وِنس دِاندِ سُنٛد گربز......

جہازِ پنجو پیٹھ وِسی پینہٕ واللبن

بمن ہُنٛد سورِ ملی سِلسلہ تہِ چھُنہٕ یہِ آواز

ژُر ہو نِشہٕ ژھینہٕ گاٮ۪ہٕ

متیمۍ ہیہٕ ماجہٕ ہنٛز آواز تہٕ چھےٚ نہٕ یہٕ

بوز!

رِکرٛھ دِلس کھنٛجہٕ گرٕونٛ، دوکھہٕ ئٕری آواز چھےٚ

یوسہٕ شاید زٕمینہٕ ہنٛدِ بوچاکومنٛزٕ نیران چھےٚ

زٕمین...... آ، زمین زنتہٕ چھےٚ وَدان

زنتہٕ چھُ پنٕنی تنہٕ زٕخم لوٚگمُت

خوشک وُٹھن پیٹھ چھےٚ شٕٹھیمۍ کریکھ

خبر کتہٕ چھُ أمی

یہ وَدٕنک انداز ہیوٚ چھمُت

ژھوپہٕ دَم گرِتھ

چھےٚ یہ دوکھہٕ زَدپرٛ بتھ ساتہٕ

شبنمہٕ صورٕژ

پھیرٕ پھیرٕ وَسان

میأنس روحہٕ کس کُلس دُنیاہس منٛز

ژٕکیاز چھکھ نہٕ بوٗزِتھ ہبکان یہٕ آواز؟



پأکستائنی (اُردوٕ نظم)

کِشوٕر ناہید

# خُوفک ٹھُک ٹھُک

وَچھَس ءستیٔ رٔڈ مٔتین شُرٕ بن
چھَنہٕ منٛزٕ لی بأتوءستی
بُلکہِ گوٗلین ہنٛزٕ آواز بوٗزِتھ
نٛندٕرِ ریوان
گرَن تہٕ کوچن منٛز
ییٚلہِ نہٕ لاشہِ وُچھَن
کرِیکہٕ نادِ چھِ ٹُلان
کتھہٕ مشرٕاوَن وألی شُرٕی چھِ صرف
چکہٕ چکھ کرتھ ہبکان۔
گرِ کِس آنگنَس منٛزٕ چھنہٕ اُسَن
أتی چھِ ٹاسہ رائے گرٕوِنی بوٗٹھ

تہٕ أتی نقاب پوش

اِنسان گس چھِ ونان؟ یہِ زانہٕ خاطرٕ پیہِ
پڑانہِ زمانٕچ توأرٖیخ پرٕنی
خوفہٕ کُس شہرس منز چھُنہٕ ننہٕ درتہِ یوان
خاب ہیٚرن تہٕ کتھہٕ!
مرَن والین ہُند ناو چھُنہٕ
بے ناو سِپہن ہنٛدِس دفِرستس منز تہِ درج آسان
دَجلہ پیٹھ کرأچی تانی
پرٕ ہتھ شُری سنٛز مأج کتہِ ہیکہِ
أچھن ہنٛدِ نارٕ ورأے
بییہِ کینٛہ بأوتھ یادِتھ
پرٕژھہو کھ تیٚہے تہٕ کتہِ ہیکن وٕنتھ
مارَن وألس دُشمن سُند ناو



## ویت نامی نظم

او۔ آنْہہ تھائی

### وُشنیر

وَنڈ آو

تۃ مے وُچھ

اکھ کور تۃ اکھ لڑکہٕ

أ رکس رُکلس تلہٕ گنہٕ ہتھ

تِمن اوس نہٕ کانْہہ خیال

رودُک تۃ واو طُفانک

تۃ کیاز ز تمن اوس دِلن منْز

واریاہ تاپھ تۃ وُشنیر

رۄتۃ کول آو

تۃ مے وُچھ دأر مُنْز رِتھ

تَم اُسی تتی تھے
زَن تہٕ اوس نہٕ تِمن پرٕوایی
تاپہ کرٕ ائے اُس تِمن
دِلَن منٛزٕ تہِ
اوے کنٛی اوسکھ نہٕ نیٚبرٕ مہِ موسمُک پَیِ

اکہِ وہری یِیلہِ مےٚ دارِ کنٛ
بوٚن کُن نظر ترٲو
مےٚ وُچھ
سرٕ کہِ ہنٛد بوٚد وِیو پاسو
کور تہٕ لڑکہٕ الگ الگ طرفن کُن پکان
پتمہِ وٲریہِ کِس فرشس پیٹھ اُسی
وسی پیٹھمتین ژِہن ہنٛدی وتھر
مُسائفرن ہنٛدین قدمن تَل
نارٕ الاوٕ بنٛتھ دزان



## ویت نامی نظم

جبان کبو نہان

## مۄژلی نظم

شوٚنگ سہ میانہِ ٹاٹھہِ!
پوٚش تہٕ چھہِ اڈٕ نٕنہٕ دٕرِ
زنتہٕ مۄژ رِتھ اُژ پرٕ مۄژ کتاب
ژاٗنگی تہٕ چھہِ کھوٗژی متی ہوی
شوٚنگ سہ میانہِ ٹاٹھہِ!

آشن ہنٛدِ سہارٕ چھےٚ
کمی سنٛز تاٗنی ناوٕ ٹھس کُن تھگس
راتھ چھےٚ چھتس پیٹھ
اٗلہٕ گگوٗسس گنٛدان
تہٕ سوٗن نیوٗل سٕدرٕ چھُ

کٹھیک خواب وُ چھان

کیا بہ تہ چھُس ازانہہ

چانہن خابن منز یوان؟

میانہِ گرِ سجأوی متی

غم زدٕ پوش مایرٕ شکھ وُ چھنی؟

نیل گری ہندی گُل زار چھِ

بأنسہِ جمگٹس منز شولان

ڈٕری یاوِ یُس سئد رس ستی رلان اوس

چھُ انہرِ ہن وَنن کُن پھیوٚرمُت

اوٚ برُیُس سڑکن پیٹھ تہٕ

بنجر کھہن پیٹھ قہر نازِل کران اوس

چُھ دِلہِ کس نبس

نرم ٹکورِ کران

شوٚ نگ سہ میانہِ ٹاٹھِ!

چانہِ ڈکہٕ چہِ پرٕ چھے لبہِ پیوان

خوشبوٚنی تہٕ نورأنی ------

شوٚ نگ یُتھ زن چانٔی نزاکتھ

یمہٕ گنہِ پرٲوِتھ ہسکن

ێدی چھِی تھکۍ متۍ

ژٲنگۍ گاش چھُ خابَن منٛزمَس نبٛندرِ

وَکھ چھُ ہَو ہٕکی پٲٹھۍ وُڈان

لول چھُ شابس منٛز

ژۆ پاسے پان چھٕکرنس بیقرار

چون اتھہٕ چھُ میأنس اَتھس منٛز

وولہٕ أسی تارو

سأری سے وقتس تہٕ سأری سے ہَردس

یکہٕ وٹہٕ لانٛف



## کوریائی نظم

چُو۔یی، کم ینگ شِک

### بہ تہٕ میٚون بوے

سُہ اوس اکھ ہہٕ وُہُر
تہٕ بہٕ اوُسس پنٛداہ تمہِ ساتہٕ

سُہ موٚد اکھ ہہٕ وُہُر
تہٕ بہٕ اوُسس پنٛداہ تمہِ ساتہٕ

سُہ رُوٚد اکھ ہہٕ وُہُرِ
تہٕ بہ چھُس کُنتاٛجی وُہُر

سُہ روزِ پزٕ تھ ساتہٕ اکُھ ہے
تمہِ ساتہٕ تہِ
یَمہِ ساتہ بہٕ مَرٕ



## مَینمأرِی (بَرمی) نظم

ڈگوں ٹایا

## طُفان تۂ جاناوار

گرٔڑھن یہِ ہوارِنگ تۂ واۂ بُزی

ؤتِھن طُفان

توٚت تانی

یوٚت تانی

سوٗرٔ پے کیشہ تباہ گرٔڑھِہ

ووتھنہٕ دِیوِ ڈٔہہ

وَن دوپھَن

پُھٹنہٕ دِیوِ لنجَن

ؤسی دِیوِ پینہٕ گُلبن

واوَس دِیوِ وَتھ

پیٖن جاناوارن ہٕنٛدی آلی وٕسی

جاناوارن تہٕ باقی زُوٕزاتن ہٕنٛدٕ ہن

یدٕ ہن ہٕنٛدٕ ہن نشانن منٛز

کھٕٹِن طاقت وَر روح پان

یٖیلہِ تہِ طُفان کم گرٛشھان چھُ

تِم چھِ نیران گَنٛدٕ پکھہٕ ہیتھ

گردِ امبارَ وتَلہٕ

گُلی گو گرو منٛزٕ

تہٕ بناوان چھِ نٔوی آلی

تہٕ وونان چھِ نوٚو دُنیاہ



## اِنڈونیشیائی نظم

توفیق اسماعیل

### پُنم ہٕنٛزِ زوٗنہِ ہُندِ خاطرِ

پھل ژٕندر
چھکران ووٕزجہٕ زٕژ
اکھ دآیرٕ بناوان-- ہوتیتھ
اوٚ برس تلہٕ اکھ رٕکھ دِوان



مِسپی ڈٕری یاو
کھوٚل-مٔلرٕ ملرٕ وسان
ژھو: یہٕ ہٕنٛزٕ آواز ہیٚتھ
یوسہٕ سٔنجیدٕ سورن منٛز چھےٚ گژھان



مکایہِ کھاہ

اُورزِ وۍ ہٕنز رحیم پتھر
رٚیٖن ہٕنز لٲن ـــــــ بگُل وایان
تہٕ سو رساران

○

أندی پکھِس منز ہَرِ کال
ژھوٗ پیچ سُرِتھ
نیٖلس رنٛگس منز آوٕ رَنہٕ یتھ
کھسان دٕھہ اسمان

○

سَرس منز ہوتیتھ
ہتہٕ بدہٕ بن بطخَن ہٕنز لٲن
یارِ لیجہِ پیٹھ سپدان
ہَوٕ ہٕک تہٕ رٕوٗ دُک چھِر کاو



## اِنڈونیشیائی نظم

سُتارجی کالجوم بخری

### اَمہِ علاوٕ

چاَنہ باپتھ أزٕ مےٚ پوش
ژےٚ ووتےٚ وُنیُگ تازٕ ونان
مےٚ أزٕ چانہِ باپتھ بےتاَبی
مگر ژےٚ ووٚ نُتھ صرف
چانہِ باپتھ وألِکر مےٚ خوٗنہٕ ڈری یاو
پتہٕ ووٚ نُتھ ژےٚ یوٗ تےٚ ......

چانہِ باپتھ أزٕ مےٚ خاب پَنٕنۍ
یوٚ دوَ ے ژےٚ ووٚ نُتھ
زِ مےٚ أزٕ پَننٕۍ دوکھ
مگر ژےٚ ووٚ نُتھ ـ مگر ......

مےٚ اوٚن چانہِ باپتھ پنُن مورِدٕ جسم

مگر ژٕےٚ ووٚ نُتھ پرٛتھ ساتہٕ

ژٕےٚ کیُٛت اوٚن مےٚ پنُن رُوح

مگر ژٕےٚ ووٚ نُتھ اَمہِ علاوٕ تہِ

اَمہِ علاوٕ کیاہ اَنہٕ چانہِ باپتھ ؟



## اِنڈونیشیائی نظم

ستارجی کالجوم بخری

### کرِ پیٹھ

کرِ پیٹھ چھِ کولہِ کوٗل ونان

کرِ پیٹھ چھِ زمینہِ زٔمین ونان

کرِ پیٹھ چھِ لیہ لے ونان

کرِ پیٹھ چھِ تنبلنس تنبلن ونان

کرِ پیٹھ چھِ کرس کر ونان

کرِ پیٹھ چھِ مستقبلس مُستقبل ونان

کرِ پیٹھ چھِ پگہس اورِز وے ونان

کرِ پیٹھ چھِ آنکارس نکار ونان

کرِ پیٹھ چھِ نکارس آنکار ونان

کرِ پیٹھ چھُ دیَس نکار کرنہِ یوان

کرِ پیٹھ چھُ نکارس پزر ونہِ یوان۔

## اِنڈونیشیائی نظم

اِبراہیم ساتاہ

### دوکھ

دوکھ!

دوکھ چھُ اَنزٲنۍ

دوکھ چھُس بہٕ

بہٕ چھُس ژٕ

تہٕ ژٕ چھُکھ دوکھ

دوکھ چھُ پوش

دوکھ چھِ لۄنڈ

دوکھ چھُ کوٚنڈ

دوکھ چھُ دوٚہہ

میٚون دوکھٕکۍ سُند دوکھ چھُ

چون دوکھٕکۍ سُند دوکھ چھُ

دوکھ ہے چھُ تۂ کیاہ چھُ دوکھ
گُس دوکھ چھُ دُنِہُک دوکھ

دوکھ چھُ دوکھۂ زد
میٚون دوکھ چھُ چون دوکھ
گُنِزٕ چ برکتھ چھُ سون دوکھ



## اَزربیجانی نظم

رَسُل رَضا

### سوکھ

اۆبرٕ منٛزی کوٗر

وُزٕ مَلہٕ

گونہٕک رۆے روشن

اَسمانس ۂژھ تھر

گرٛہٕ تُلُن

رۆد لوگُن

وُزٕ مَلن ہٕنٛد ہن کنٛڈ ہن ہٕنٛدی پأٹھی

بَدلییہٕ کاٗتی رۆے ___

اۆبرٕ کی کاٗتی قالینہٕ!

اَکہٕ اَکہٕ چھہٕ رۆے تہٕ رأپھ بدلان

پژ ہتھ کاٹہہ رأئ پھ چھُ

أچھن جود کران۔

ہَوا زنتہٕ بجہِ لیتھِرٕ ستی

اَسمان چیران

پتُن سورُے نچر ہیتھ چھُ

نَب شولان

صُبح چوٕز ژونا وِبیر

مےٚ مُژراوِ پورٕ پاٹھی دارِ

سورُے شہر سپُد تاپہٕ سُری

پشہِ ڈئنڈ رہن گُن أسی

اَویزان رۄدٕ پھبری

باغن منٛز اوس گاسہٕ چمکان

تہٕ گملن منٛز أسی پوش سرتازٕ۔

نبس اوس واریاہ نچر

سڑکن أس رنگا برنگی برٕ بارٕ ے

وۄزٕ لی، نیلی، سفید پوشاکھ......

سڑکہِ ہندِ اکہِ پاسہٕ اوس

لۄر ڈ۪ھر تھ وَتھ ساران اکھ نفر پکان

......سۄ کھ پچھ سۄ کھُ پچھنس مژ

سۄ کھچ پچھنہٕ کانٛہہ تہِ کمی

مگر سۄ کھ محسوس کرنٕچ گرٕشھ قٲبلیتھ تہِ آسنٕ



## ازربیجأنی نظم

رَسُل رضا

# اکھ ساس أ کمہِ رأ ژپتہٕ

ژِتھہٕ پأٹھی سَپد أو
صبح سپَد نہٕ بروٚنٹھے
شہزادن اکھ ساس أ کم کتھ
مگر توتہِ ہیٚوک نہٕ وٕنتھ
آدم سنٛدِ دوکھُک ہتم حِصہٕ تہِ
ژِتھہٕ پأٹھی وأ ژاند
اکھ ساس تہٕ أ کم راتھ
تہٕ وَ کھروٚد خرچ سَپد ان
زِہنہٕ گرِ پیٹھہٕ مرَن گرِ تانٛی
صدی ہنٛدِ شروع سپد نہٕ پیٹھہٕ
صدی اندواتنس تانٛی ......

تہٕ شہزادن کرٕ ژھوپہٕ

سزٕ ہُک حُکم ہیُوک نہٕ راز بامل اُنتھ

تہٕ بییہٕ سپُد شروع

راٗژن ہُنٛد سلسلہٕ

راتھ ___ اکھ ساس زٕ

راتھ ___ اکھ ساس ترٕ بے

راتھ ___ اکھ ساس...... خبرٕ کِژم؟

پزٕ بتھ راٗژ اوس پنُن اکھ دُنیاہ

پننی سِر

پننی تجرُبہٕ

تہٕ پننی باوَتھ



## اُزبک نظم

اسقد مُختار

# کینہ لُکھ چھِ میأنی وأنس ہُر راوان

تِتھی تہٕ چھِ کینہ لُکھ
یِم میأنی وأنس ہُر راوان چھِ
مگر بہٕ چھُس نہٕ تِمن شِکوٕ کران
دُنیاہ چھُم وُچھمت
لہٰذا چھُم نہٕ تِہنٛد کہنٛہ تہٕ زانہہ
خلاف توقع گژھان۔
ہَنا تیز قدم تِلتھ
خرچم دُنیاہ خاطرٕ پان
مگر عُمر کتہٕ تُلہٕ تیز قدم
تس کتہٕ چھِ جلدی۔
بہتر چھُ یی زِ

عُمرٕ ژٕکِن پننہِ رفتارٕ

تہٕ أسی پکو پننہِ

آلُژھ کیاز کرٕو

اگر ژٕ تجی وہرٕ ی برو ہنٛے أسی

ژٕ تجیٖ ؤرِی زُوَو

جان چھُ ۔



## اُزبک نظم

حمید غُلام

### ژیرِ پھُلَے

میانہٕ دارِ بتھِ سیوٚد چھُ
ژیرِ گُل
تہہرِ پیٹھِ موٚلن تانی
خوٚبصوٗرت پوٚشن منٛز
آورَنہٕ آمُت
اَمہِ چیٚن اُ وِجیٚن لنٛجن پیٹھ چھےٚ
بیٚیہِ پھُلَے شولیمنٛ
سرتاز نرم چانٛدِ ہنٛدی پاٹھی
پرٛہ تھ سحر چھُ زِندگی اکھ ناو بخشان
تہٕ صُبحک ہوا چھُ
ژیرِ پھُلیہِ ہنٛز خوشبوے

پژ یتھ طرفہٕ ہوہس منز چھکر اوان
باسان چھُ اوٚبر لنگن ہنزِ کھوچھِ منز چھُ
بہار بےٚ قرار

یہ راتھ چھےٚ
اَدا سَپد نہٕ خاطرِ ے یوان
اَتھ چھےٚ مازرتھ تہِ تہٕ بمہٕ چارتہِ ___
واو رنگ اکھ چھےٚ سونتُک خمار ہیتھ یوان
تہٕ مےٚ لوتہِ زیر دِتھ ونان
''خوش بخت چھُکھ
پوشہٕ موٚت چھُکھ
چھےٚ ڈیکس خوشوٕنی پھُلے
بَرتہٕ دامَن ، تھَو تہٕ چمنُک
کاٚف نظرن منزٕ چھتھ''

مےٚ چھےٚ پَے
یتھ مَرگہِ منز چھِ تم پوش تہِ پھولان روزان
یمن لچھِ بدٕی لگھ ژھاران چھِ

مگر لٔبتھ یاپڑٕ آ وِتھ چھِنہٕ ہیٚکان

میّانہِ دارِ بُتھِ سیٖوٚد چھُ ژیٖرِ گُل

تہیرِ پیٚٹھ موٗلن تانٛ

خوٗبصوٗرت پوشن منٛز

آورنہٕ آمُت



## اَفریقی نظم

چارلس مےڈیگے

## صوٗرتحال

زمانکی ساری اصوٗل
تہٕ ساری واعظ
چھِ بےٚ مانہِ
ژھرہر اُسی تَن یااوسوٕ حالی
نہ چھُ آرام کُنہِ
تہٕ نہ قرار
پزٕ تھ سرٕ کہِ تہٕ پزٕ تھ کوچَس منٛز چھُ کرکہٕ ناد
عالی شان مندورِ چھےٚ لانہِ کھڑا
تہٕ پزٕ تھ چوکس پیٹھ چھِ
پُلسہٕ والی نظرِ
بڑی بڑی کارخانہٕ

یُس دِہہ چھکان چھِ
تمہِ سۭتۍ چھےٚ لوکچہِ لوکچہِ زُونہٕ اُژ دَم پھُٹِھ سپدان
زنٛدگی ہنٛدِس زارس منٛز چھِ
وار یاہ چھٹٕنی روزان
نہٕ چھکھ چھپَن جاے بچاوان
کھیٚنۍ کرِتھ ژوٚٹ
تہٕ نَہ یِم چھِ لاچاٗری ہُنٛد زہر چیوٚان
اوسوٕ حالن ہنٛدۍ غم چھِ سیٹھاہ اوسوٕ
توَے چھِ شرابہٕ سۭتۍ ساوَنہٕ یوان
بنان چھُ اکھ گژھہِ
غمن ہنٛدِ زالہٕ منٛز آزاد
بیاکھ چھُ اٗتۍ

---

تہٕ تھےٚ پاٗٹھۍ وار یاہ
یُس سارِوٕے غمو نِشہِ آزاد سپدِ
تمِس چھُ موتُک غَم



## منگولیائی نظم

بیگنیز یوُخُلان

### بہٕ آس پنُن مُلکھ واپس ......

سوٗنتہٕ آس واپس پنُن مُلکُھ
بےٚ قرٲری ٲنم سأتی
تاکہِ ماجہِ یہٕ پڑون دودوہٕ تلتھ
نچوٚی ہٕسندِ خاطرِ ینس ٲشی بگمہٕ

بہٕ آس سوٗنتہٕ واپس پنُن مُلکھ
پوش پُژراونہِ، ٲلی نٕہناونہِ
یُتھ زَن ژٕ پھٕہم یاد
میانہِ لوکچارٕ
یاد پییم چأنی معصومیت
چون شوٗ زر
سوٗنتہٕ آس پنُن مُلکھ واپس

یُتھ زَن خلوَ کھ نیَن منز
ییتہٕ گُرۍ جسمس صحتھ بران چھِ
پڑاو آدَن لول
تہٕ پتہٕ راوراو
تہٕ ساری سے زِندٕ گی روزٕ ووش تڑ اوان

یہٕ آس سونتہٕ واپس پنُن مُلکھ
یُتھ زَن بوزِتھ ہیکہٕ راتھ کیُت
نیٖچوی سنز آواز
سمجتھ ہیکہٕ زنٛدٕ گی ہنٛز سودگ تہٕ شادمائی
یوسہٕ مے پانے اَنی مژ اُس سالہ
اَکہِ دوٗہہ

یہٕ آس سونتہٕ پنُن مُلکھ واپس
یُتھ زَن وُچھتھ ہیکہٕ زِماجہِ
رِکتھ کنی چھُ وَدناوان اَکھ باتھ
تہٕ پانے تارٕ پانس فِکرِ
تمہِ باتُک مانہِ

یُتھ زَن پانہٕ تہِ لیکھتھ ہکہٕ
یُتھُے کانْہہ بأتھ
یتھ پیٹھ گُذأرِتھ ہکہٕ سأرے زندگی

بہٕ آس سونتہٕ واپس پنُن مُلکُھ
یُتھ زَن گُری ہِندی پأٹھی مینہٕ
یمہِ زمینہِ ہُنْد اکھا اکھ چَپہٕ
یُتھ زن میأنْی زُری مےٚ
وطن پرست زأنِتھ یاد کرَن



## کرٖگیز نظم

التنائی تیمیر ووا

# میون دِل

مےٚ چھِ دِلس بَراہ یوان
شینہٕ بال تہٕ شینہٕ کولہٕ
تس زَن چھُ اوٚڈ وجود یموٚ ہےٚ ستۍ بنیو مُت
مگر از چھِ تَم تس نِشہِ جُدا

دوٗر بہتھ
یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ سفید وُنِلہِ منٛز
ظأہر سپدان اکھ ریوٚش
یِتھہٕ پأٹھۍ چھُ نَژان نژان
زاُین لبان اکھ سفید پنہٕ پوٚشُر
وُچھ! تمۍ ہٕنٛز سفید پکھہٕ
کِتھہٕ پأٹھۍ چھےٚ مےٚ تہٕ میانِس شہن آوٕران

کتھ پاٹھی چھےٚ میون دِل مُہتھ نوان

توٚت ییتھ نِیےٚ زُوی ژھوٚپہ منٛز

بےٚ قرار چھُ سپدان اَسمان

میانہٕ دِٕلکس اَنس منٛز

سجاونہٕ باپتھ کُلِ عالمکین خابن ہندی آکار۔

شینہٕ طُفانس چھےٚ زیر لگان

کوہرام چھُ ووتھان

شُرہن چھینہٕ شینہٕ پلن منٛز

اَتھ یوان پننی ژھائے

تتھ پانٔس منٛز تہٕ نہٕ

یتھ منٛز ژھرانٹھ چھِ آسان وٕتھمتی

دِلچ دُبراے چھےٚ رُکان

شِنیاہکی پاٹھی خاموش

اَنبن اچھن تانی چھےٚ ولنہٕ یوان

اَنہٕ رِکھہٕ

جِسمس لینہٕ چھُ کانٛہہ خوف

تہٕ نہٕ کُنہٕ قِسمچ تھتھراے

بۆسَرُک طُفان چھُٹس

وَچھَس ءستیٚ جائے کران

سُہ چھُنہٕ شاہ ہیو ان

حرکتھ تہِ چھُنہٕ کران

وُنَل چھےٚ آسمانٕس

ژٕوٚ پاسے آوٕران

بیٚیہِ چھےٚ میأنٕس دِلَس تھٕتھرائے وو تھان۔



## فِلپینزٕ چ نَظمٕ

رِیوا تما

# کاش

کاش!

یہٕ ہبکہ ہے سپدِ تھ

زِ یمہٕ گنہِ بَنہٕ ہن جاناوار

پَنہٕ وتھرن تہٕ ہوہس ءستی گِندٕ ہن

کاش!

تکھبک بَنہٕ ہَن خابن ہٕشندی پوش

پَنٕنی سَتہٕ رنگٕی ؤ تھر ہبتھ

شوٕنگھن پن وِتھرن ہٕنزِ کو چھہِ منٛز

کاش!

زہَر بَنہٕ ہے شَبنَم
تہٕ پننہٕ اَسنہٕ ءستی کرِ ہے
سارِنے سُٹری

کاش! شَبنم بَنہٕ ہے اوٚش
یَمہٕ ءستی ووٚہرِتھ ہیکہٕ ہو
کأنسہٕ ہُند دوٚکھ
تہٕ کاش اٙشی قطر بَنہٕ ہے تارُکھ
یُس گاش دِتھ ہیکہٕ ہے
اَنٛہن اٙچھن

کاش!
تارُکھ بنہٕ ہے کنگھے
یُتھ پریشان کورِ ہُنٛد مس
شیٚر تھ ہیکہِ ہے
تہٕ کنگھیہٕ بنہٕ ہن پنہٕ پوٚنٛپری

یمن ہُند خاب وُچھِتھ ہکہِ ہے کانْہہ شُر

رَنْزٕ ناونہٕ یتھ

کاش!

جاناوارُو چھِہ ہَن کُنْز بنہٕ نُک خاب

تہٕ ژٹہٕ وارِ ورآے وُچھِہَن دُنیاہ۔



چینی نظم

لی زِہی

## بأے جانۂ سُنْد خاب

واوَس حَوالہِ سِپدِتھ
اوٗبُر بُلِتھ
اوٗ برس حَوالہِ سِپدِتھ
روٗد بُلِتھ
روٗدس حوالہِ سَپدِتھ
سوٗنزل بُلِتھ .....
"سَتہِ رنگی گاش"
یوٗ ہے اوس نابأے جانۂ سُنْد خاب۔



## چینی نظم

لی زِہی

### زِندِگی

زندِگی چھےٚ کیاہ تانٛ اوٚ برہِش
کیاہ تانٛ آب ہِش
اوٚ بُر چھُ پزٕ تھ جایہِ پیران
آب چھُ پزٕ تھ جایہِ پکان
یوٚدوَے ژٕ زندگی ہُنٛد
گاش دار پاس وُچھن چھُکھ یژھان
تیٚلہِ ترٛاو اوٚبرس پیٹھ پدٕ ی
تیٚلہِ پُشراو آبس پان



## لاوۄسی نظم

رِتہٕ سیّا سینگ

# مائلی سنٛز تلوار

وۄتھہٕ مائجی

وۄتھہٕ

بوز کوکرٕ سنٛز بانٛگ

ہُشار گژھ ہتہٕ

وُچھ

ضٕچ گوڈٕنچ زٕژ

ہُشار گژھ ہتہٕ

کرٕپٔنٛس نیٚچوٕس ستیٚ مَشوٗرٕ

تمی سٕندِس مستقبلس متعلق

سُہ سوزُن یاترایہ

تِمس رٕکھ بناوژوٚٹ

یوٚسہٕ وارٕ یاہن دٕہن پوشیٚس

مائلی سنٛز تلوار دِس

یوسۂ پزٕرتہٕ اِنصافہٕ باپتھ
کوٗ ہرام تُلہِ

مائجی !وُ چھ...... تہٕ سپد خوش
بیا کھاَ کھ سرفروش دژاو
مُلکچ رائچھی کرٕنہِ۔



## جاپانی نظم

مِشیو ماڈو

### نبٕدر

راتھ سَپد تھے
ییلہٕ میون جسم
دون لوکچین دارِن
پرٕ دتراوان چھُ
اَسمانس منٛز
سدٕرس منٛز
تہٕ زمینہٕ پیٹھ روزن واجنین زٕو ذٲژن ہنٛز
لوکچہٕ دارِ چھے
پننی پرٕ تراوان
یُتھ نہٕ کُنہٕ تہٕ خابَس
ییہٕ کانٛہہ خاب رَل گژھہٕ



## جاپانی نظم

مِشیو ماڈو

### زیبرا

پَٹیسے بنائوی مِتس
پنجرس منز



نیپائی نظم

باسُو شَشی

## دیوار بناونہٕ ستۍ چھِ وارٕ یاہ چیز نبر روزان

دیوار بناونہٕ ستۍ چھِ وارٕ یاہ چیز نبر روزان
ییٚلہِ زَن دیوار بناونس فائید تہٕ چھِ
اَتھ کُن چھِ وارٕ یاہ ڈٕکھ جل گلٕ ڈوٚ کھ ہکان دِتھ
یہ کتھ تہِ چھےٚ سہی زِ

دیوارٕ أندٕ رِم پرٛ ٕتھ کانٛہہ چیز چھُ پنُن آسان
محفوٗظ آسان

دیوار چھُ دِوتاہٕ سٕندی پأٹھی اہم
مگر نبَس چھُنہٕ پلَو ہیکان أرِتھ
یَس اندرُین چھُ آسان
سُہ چھُ دیوارٕ پیٛٹھی تہِ ترِتھ ہیکان
دیوار چھُ وٗسی تہِ ہیکان پیتھ

مگر ازکل چھُ انسانس نشہِ اِنسان

دوُر پھوان کرُن

ضروری چھُ!

دیوارَس پیٹھ تہِ مذمتھ بہٕ کرٕ ..........

بہ چھُس تأمیر کران دیوار

(دیوار چھےٚ شاید سارِوے کھوتہ زیادٕ ناپسندیدٕ ضروٗرتھ)

موجودٕ زمانَس منز چھِ أسی شاید

دیوارٕ چ ضروٗرتھ ختم کرنہٕ خأطرٕ ے دیوار بناوان

أسی چھِ دیوارس خلاف دیوار تأمیر کران

مگر تأمیر چھِ کران

ییٚلہِ زَن دیوار بناونہٕ پتہٕ

وارٕ یاہ گم اندر روٗزِتھ ہیٚکان چھُ

(سارِوے کھوتہٕ اہم "زمانہٕ" تہِ چھُنہٕ اَندر روٗزِتھ ہیٚکان)

دیوار چھُ مَرِ دموٚہُنُو

کلہٕ ٹھاسنہٕ خأطرٕ زبر جاے

✻

## ماڈرن کٲشُر نظم

راج ہیرامَن

### مہابھارتچ لڑٲے

کرٛشنہٕ!

مہابھارتچ لڑٲے

ہسکہِ ہے رُکاونہٕ تِتھ

یوٗدوَے دروپدی ننگہٕ کرنہٕ یِنہٕ وِزِ

لَچھہٕ بدی گز ساڑی دِنہٕ بروٚنٛہہ

ژےٚ دروپدی ہنٛز زبٲنی لاکم چاریِتَھ

نہ کرِ ہے سو کورہٕ وَن بیزتی

نہ سَپدِ ہے مہابھارتچ لڑٲے



## ماریشسِچ نٔظم (ہندی)

سوم دت بکھوری

### بجُرک جنازٕ

ییٚلہِ بجر موٗد
یٕزٕ تکی کفٕنن پأروو
تمی سُنٛد مورد جسم

ییٚلہِ تمی سُنٛد جنازٕ دڑاو
تمِس پتہٕ پتہٕ آسی
ژھوپہ دَم گرِتھ، کلہٕ نوٚمرِتھ
لوتہِ لوتہِ اوٚش ہاران
لۄل تہٕ مائے

ییٚلہِ تمی سنٛزِ ژینٛتایہ ہیوٚتن

اَمبہٕ لکٕرِ پھوٚٹ اوٚش
مگر قرار آس یہِ سوٗنچتھ زِ
تٔمۍ سُنٛد سوٚرزَلہِ
بَجرٕ کس سوٗرس ءِستی

ییٚلہِ تٔمۍ سُنٛد وصیت نامہٕ مُژٕ رووُ کھ
تہٕ شمشانہٕ چہِ ژھوپہٕ مَنٛز
فرموو بَجرَن
پِنہٕ میأنۍ لیاقتھ، دولتھ
یاشوٗ ہرتھ سوٗنچو
وُچھی زبوٗ صرف زِ
میوٚن دِل کوٗت بوڈ اوس



## کزأ کی نَظم

اوبجھاس سُلیمینو و

## دُشمنی سلام

ازییٚلہِ ژےٚ
نَظمہِ ہُنٛد رأ پھروٚ ٹُتھ
سبٹھاہ ضرۆری سَپزٕ
لولہٕ نَظمہٕ

ییٚلہِ نہٕ بےٚ یزٕتھ کرنہٕ باپتھ
لفَظ پانس نِش آسن
ضرۆری چھُ اتھ حالتس منٛز
پھپھِبر ، پھِسر ارَے یادنٛد ٹکنٛہ
داربوٚ کنٛز کلہٕ کڈٕنٛی ووٚنٛٹھ چھِ بال
تصویرِ منٛز بناونہٕ آمژ ییہِ زٕنی چھبنہٕ جولیٹ

بلکہٕ ژٕ

میزِس پیٹھ مِشرٛ اونہٕ آمُت

ٹیگورٕ سنزٕن تخلیقن ہُنٛد پانژٕم جِلد

تہٕ یہٕ گلاسہٕ یتھ اوٚڑُے ڈانہٕ چھُ

یہٕ سوٗرُے کینٛہہ چھُکھ ژٕ پے

زَنہٕ چھےٚ ووٗنی ''بلوک'' کِس زمانس کن رائے غب سَپدان

پژانہِ وٕقتچن ماجَن تہٕ سوٚندرَن ہنٛز ماے چھَنہٕ کُنی

ییٚتہِ چھُنہٕ کینٛہہ صِرف حسَد

زَنہٕ چھےٚ دوٗرِ کمَن سَرَن کُن گژھان

کمَن تانی مشی متین دیوارن کُن

نوٚو تماشہِ گرنہِ برُقعہٕ دِتھ

تلوارِ ہندی پاٹھی چمکان تہنٛز نظرٕ چھےٚ

مَردن یہٕ ڈیٚلی زِ تہٕ نادِ دوان

گنین بُمَن منٛز چھےٚ کولہٕ پژٕ لان

زَنہٕ چھےٚ دوٗر کمن تانی خابَن منٛز درشُن دِنہٕ خاطرٕ گژھان



## سِری لنکائی نظم (سِنہالی)

آسکر گُن وردھن

### گوڈُنیک موٗنی

بأنسہٕ وتھرو منزی چھےٚ پرٛہٕزلان
شامہٕ ژھمبری رٕکھہٕ
وتھرن زیر دِنہٕ ورأیٔ چھےٚ
شیتِل واو رنگہٕ نژان
ژھایہ ہُنٛد قد چھُ ہُران
دوٗہل چھےٚ ہَمان
ہاوَسن ہنٛز عطر چھےٚ بےٚ قرار کران
مَن تہٕ ذیٚہن
وُلٹہٕ کمانہِ پیٹھ نمتھ
مےٚ نِشانہٕ بازن وُچھہِ
نَبس مُدے گنٛڈِتھ
تمی ہنٛزٕ بجہِ بجہِ حیادار اٍچھ
میانہِ گوڈنکہِ موٗنہِ باپتھ
ڈٔھربوو دَکھ!

## سِری لَنکائی نظم

آسکر گُن وردھن

### لولہٕ بأتھ

یَیلہِ پتھ کالہِ سارے تصویرٕ
نُہناونہٕ یِن
بہٕ یِمہٕ ژٔے رِنش
ژٔے رِنش یِمہٕ
تمہِ لولُک اِظہار کرنہِ
یُس وُنہِ زبٲنے چھُ
تہٕ یِمہٕ چانہ کھونہِ منز کلہٕ ترٛاونہٕ
آرام کرنہِ
تہٕ یِمہٕ چانین نربن منز
باشہِ کرٕون شرٛبنہِ
ژٔے رِنش یِمہٕ

یئلہٕ ژٕ پتھ کالچہٕ بدٕ مزٕ گی منٛز ووٚ تلگھ

بہٕ یمہٕ از کالس دود چاوٕ نہٕ

ژےٚ نش یمہٕ

یئلہٕ چانٕس اسنس منٛز سازوٚ زِ

یئلہٕ ژٕ وٚٹھن ہنٛز تریش ہومرٕ اوٕ نہٕ باپتھ

مےٚ کُن روٚخ کرٕ کھ

ژےٚ نش یمہٕ بہٕ

یئلہٕ ژےٚ دِلچ بوچھہٕ بےٚ قوبوکری

یئلہٕ ژٕ میانہٕ باپتھ

لوٚلکی باغ پھولرٕ اوکھ

بہٕ ہمہٕ نہٕ تمہٕ ساتہٕ پتھ

بہٕ یمہٕ ژےٚ نش



## بنگلہ دیشی نظم

قاضی نظر الاسلام

## ہائنز بایاہ! خبردار

لاچار چھِ
ژھر انٹھ چھُبکھ نہٕ
آبس منز چھِ پھٹنس تیار
ہائنز بایاہ!
اَز چھی ژرے اِمتحان
یہِ کُس چھی پرٕ ژھان زِ
یِم چھاہندی کِنہٕ مسلمان
دَپکھ یِم چھِ انسان
سائرِ میّانی ماجہِ زاءمتی

ہائنز بایاہ!

ژےٚ چھی أچھن برونٹھہ کنہِ

ہوٚ تتتھ

پلاسی ہُنٛد مأدان

ییتہِ بنٛگالی سپنس

کلائیون تلوار بوڑ ناوِیہِ

تہٕ رَتہٕ چھہ گنٛگایہ منٛز

پھچیو ہندوستانُک سرِ یہِ

سُہ سرِ یہ کھسہِ بیٚیہ اکہِ پھرِ

تہٕ پڑ زلہ سانہِ رَتُک ووزٕ جار ہیتھ

یم بأتھ گیوان گیوان پھاسہِ کوٹبن کھٕتی

تِم چھہِ واپس آءتی

سانٮ۪ نظرٕ ونٛشہِ پان کھٕٹِتھ

وُچھان زِ قو ربأنی ہُنٛد جذبہٕ ماسوتیو

ہأنٛز بابا!

از چھی ژےٚ اِمتحان

ژٕ بچاوہانہٕ مُلُکھ کِنہٕ پان......

*

بیلاروٗسی نَظم

میکِسِم تانک

## نَظمہِ کُن

کأنسہِ وۄنکھ نہٕ یوٗت اَپُز

یوٗت ژٕے وۄنہو ے

یێلہِ چانہِ کُنٕکی تأریف کرِکھ

تہٕ چانِن مںحنتھ کرن والێن اَتھن

ژٕ ژِٹکھ ٹأنہٕ

یێلہِ وۄنہو ے زِٕژ چھِکھ انصاف پسند

چھچہٕ گی کرٕنکی بێ شُمار الزام لأگ ہے

یێلہِ ژٕے حساس وۄنہو ے

کنٕ وۄنہو ے، بێ عار وۄنہو ے

یێلہِ چانہِ نیزِٕ می ہٕنز کتھ کرِٕکھ

بێیہِ وۄنہو ے زِٕژ چھِکھ بَد کرِ دار

کائنسہِ وۆ نکھ نہ یوٚت اَپُز

یوٚت ژےٚ وۆ نہوے

ییٚلہِ لُکھ چانہِ باپتھ وفادٲری ہنٛدی قَسم کران ٲسی

تہٕ کوکرِ سنٛز ترٛیمہِ بانگہِ برونٛہہ

پھھرٕ اوِکھ قسم

مےٚ تہٕ وۆنُے اَپُز

ییٚلہِ وعدٕ کوٚرِ مے زِ۔تتھ دُنیاہس منٛز سمکھوٚنہٕ کینٛہہ

(تہٕ تتھ دُنیاہس منٛز تہٕ نہٕ)

تہٕ پزٕ تتھ لَٹہِ گرِ ژٕلی ہتس شُری ہنٛدی پاٹھی

آس واپس ژےٚ نِش

اے نظمی!



اوسیتیائی نظم

گیگو تسا گارایین

## بأتگ زاینٔ

ییتہِ پاش ژادرِ
پکان پکان گبونچ یزٔھ گنان چھے
تتی چھُ زاینٔ لبان بأتھ
ییتہِ نہٕ کھٹتھ ہبکان چھُ ژوٗنٹھ
پٹٔن ووزٕ جار
تتی چھُ زاینٔ لبان بأتھ

بالن پیٹھ
یتھن یڈٔ بران چھِ تیر کھبلو
ٔتی چھُ زاینٔ لبان بأتھ
مزٕورٕ اتھن منز ییتہِ بے فکری سان

شاہ چھُ ہوان ڈوٗ کر
تتی چھُ زاین لبان بأتھ

یێتہِ نہٕ دان ژھوان چھِ
ہٕتی چھُ زاین لبان بأتھ
یێتہِ شُری گنٛدِتھ ہٮ۪کان چھِ
بےٚ خوف، بےٚ فکر
ہٕتی چھُ زاین لبان بأتھ
دہِد نانہِ ہندِ اتھہٕ
یێتہِ رچھنہٕ یوان چھِ شُری
ہٕتی چھُ زاین لبان بأتھ
یێتہِ دہ کھس مٔنز
کانٛہہ وأنسہِ وایان آسہِ وائیلن
ہٕتی چھُ زاین لبان بأتھ

یێتہِ پوش ماچھ تُلرٕ بن
سال آسن کران
ہٕتی چھُ زاین لبان بأتھ

یێتہِ پڑٕسنگ دود
برداش آسن کران ماجہ
تتی چھُ زاٮ۪ن لبان بأتھ

رۅُدتاپہ ییٚتر
نمیو مُت آسہِ کنکہٕ ہیٚول
ٕتتی چھُ زاٮ۪ن لبان بأتھ
پورٕ بأتھ چھُ بنان سون "اوسیتیا"
ییٚلہِ یێتہِ زاٮ۪ن چھُ لبان کانٛہہ بأتھ



سِنگاپوٗری نظم

ہوانگ شیرو

## کاغذی پوش

بہٕ چھُس ترسان
زِ اَکہٕ لٹہٕ پھٕرِ ہم زَزُر
مےٚ چھُنہٕ مُشُک تہٕ کیازِ مےٚ چھُنہٕ
زمینہِ منزٕ زَنم ہیٚوتمُت

نہ چھُس مَران
تہٕ نہٕ چھُس نوٚو زَنم ہیوان
بہٕ چھُس یمہِ بےٚ مقصد اَمرٕ آسنہٕ
سبٹھاہ تنگ اوٚ نمُت

مےٚ ووت وقتاہ ہرٕ دس پٕژاران

پڑاران ووتُم رَسہٕ ئٕری سپدنس

تہٕ بیٚیہِ بیٚیہِ پھُوٚلنس

پڑاران ووتُم زِمےٚ تہِ پٔین وٕتھرٕ وٕسی

اَکہِ اَکہِ

ییٚلہِ کأنٛسہِ ہنٛز زیرٕ لگِم

بہٕ چھُس ترٕسان

زِ اکہِ لٹہِ پھَرِ ہم زَزُر



## ملیشیائی نظم

اَے۔غنی۔حمیدؔ

### تِتھے

تھامہِ گائمتِس ہوٕہَس تہِ گیہِ حرکتھ
اَکھ ہوارِنگ وٕ ژھ تہٕ ژٕ ج
کھژ اَسمان
میون زیوٗ ٹھ انتظار سپُد
بےٚ اَنتھ ژھارِ منز تبدیل

چھون دِل زینہٕ بدلہٕ
ہور مےٚ
پانسےٕ نِش
صِرف چھےٚ ہوہَس پے زِ
سمنٛدرِکِس وَچھَس منز چھِ بنٛد

میٲنۍ وَدَن ہِکہٕ

یہِ چھُ پۆز زِمےٚ ہیٚوٚک نہٕ
پننہِ لولُک اظہار کٔرِتھ
باقین ہُنٛد دِل رَچھنہٕ باپتھ

میٲنۍ آواز ہیٚچِھ نہٕ کانٛہہ ساز پٲدٕ کٔرِتھ
سیکہِ پیٹھ لیکھنہٕ آمژ عبارتھ ہِش رودی
میٲنۍ لَفظٕ



پولش نظم

چیسلاو میلوش

## صِرف یہ اَکھ چیز

اَکھ وادی تہٕ سوے آو رِتھ
ہَر دِکین رنگن ہنٛدِ جنگلہٕ ستی
اکھ مُسافر چھُ یوان
سُہ چھُ اَکی نقشن یوراوٗ نمُت
یا شاید یادَو
وارِ یاہ کال بروٛنہہ، ییٚلہِ اَکہ لٹہٕ
تاپہ دوٗہہ
گوڈنیُک شین پیٚوو
ییٚتھی وتہِ پکان
اوس تِمس سکوٗنک احساس سپُد مُت
شِدتہٕ سان، بلاوجہ
تہٕ اَچھن سکون تہٕ شیٚہلتھ میچہٕ مٕژ
پرٛتھ کینہہ اوس اَکھ لے

گُلن ژٕجنَ ہٲنز گرٛاے

جانا وارن ہُنٛد وُڈو

فلاۓ اوٕ رٕس پیٹھٕ ریلہِ ہُنٛد پکُن

رفتارُک بوٗڈ دوٚہ......

اَز آو سُہ وارٕ یاہہِ وٕہرٕ

سُہ چھُنہٕ کہٕنٛہ منگان

صِرف چھُ یَژھان اکھ مولُل چیز:

ناوٕ روٗس اکھ شوٗز نظر سپُدن

ووميزٕو، خوفہٕ تہٕ آشوورٲے

سرحدس پیٹھ

یَتھین "ہہ" تہٕ "ہہ نہٕ" دوشوے

ختم سپَدان چھِ۔

*

## پولِش نظم

چیسلاؤ میلوش

## أکِس شاعرٕ سنٛدِس مرَنس پتٕھ

تمِس پتہٕ گیہِ
گرٕ امرِکی درواز بنٛد
وونی ژھأری تون
ڈکشنری ہنٛد بن وَنن منٛز



## ارہتینی نظمہٕ

اینٹو جیو پور چیا

## باہ موخصر نظمہٕ

پَنٕنہِ وَتہِ پیٹھ پکنہٕ بروٗنٛہہ
اوٗسس بہٕ پنٕنی وَتھ

*

مےٚ وُچھ پَنٕن سورُے دُنیاہ
پَنٕنہِ لوٗکچہِ تنہِ ژوچہِ منٛز

*

أسی یِمہٕ ستی
پنٕنین زِندٕ گیٖن ہُنٛد مول
ادا چھِ کران
تمیُک مول چھُنہٕ زیادٕ

*

آ، بہٕ کرٕ آسنٛچ کوشش

تہِ کیا زِ مےٚ چھُ یقین زِ
نہَ آسُن گوٚ وِ کہر

*

اَسہِ نِش چھُ
پرٛتھ کانٛسہِ ہنٛدِ خاطرٕ اکھ دُنیاہ
مگر اَسہِ نِش چھُنہٕ
سارِنٕے ہنٛدِ خاطرٕ اکھ دُنیاہ

*

ییٚلہِ بہٕ مَرٕ
بہٕ ہیکہٕ نہٕ پننٕ پان مران وُچھتھ
گوڈٕ نچہٕ لٹہِ

*

آ، بہٕ چھُس پانٛنی پانس منٛز آوُر
مگر مےٚ چھُ مِشتھ گومُت
اَتھ کیاہ چھُ مانہِ

*

ییٚلہِ بہٕ پننٕ وجودٕ ژھاران چھُس
بہٕ چھُسن نہٕ سُہ

پنٔنس پانس منز ژھاران



یۄیلہِ نہٕ مےٚ نِش کہنٛ بچہِ
بہٕ منگہٕ نہٕ بیٚیہِ کہنٛ



بہٕ گژھہٕ جنتَس
مگر پنٕنُن جہنم نِمَن ستی
گُنٕے زوٚن تہِ ما گژھہٕ



اِنسان چھُ کمزوٗر
تہٕ یۄیلہِ سُہ طاقتس پنٕنُن باپار کران چھُ
سُہ چھُ وارے کمزور گژھان



یِیتہِ سأری ملول آسان چھِ
تتہِ چھُنہٕ کہنٛ وَدُن بوزان



سُرینامی نظم

جیت نارائن

## لَفظَن ہٕنٛز ژھایہ منٛز

لفظَن ہٕنٛز ژھایہ منٛز
بادام کلین ہٕنٛدِس سایس تل
ژِتہ بہٕ
اکھ اکی ہٕنٛز کشش آوری متی

ژٕ آسکھ میانین نرٕن منٛز
وٕنگلان
یتھ پاٹھی نیٚے دۄ پھ نیندرِ رہنٛدس
ژھررس منٛز
نالہٕ متیٚک احساس
احساس چھِ سۄمبران لفظ

لفظ چھہِ دِوان احساسَن آکار

مَنچہِ مُکمل یَژھہِ ہنزِ مالہِ منز

چھُسَ سبہ

لفظَن ہنٛدی پھُلی تارِ نی یَژھان



## عربی نظم

نجار قابانی

### حاکم تہ ژر

یئلہِ بہٕ پننہِ نظمہٕ بوزِناوِنہِ
پنُن مُلک عرب گوس
مےٚ اُس پژھ زِ لُکھ آسن
وُنہِ تہِ ہاکھ بتکی پاٹھی
شاعری لول بران
مےٚ اُس پژھ زِ میأنی لفظ چھِ
سماجہِ کس تلاوس منز ییرِ ونہِ گاڈٕ
اَتھ زِیارتہٕ کس ہِوس سفرس منز
اُس مےٚ اکھ کأپی ستی
پُلسہٕ والیو تہٕ فوجیو
کوٚرُس بہٕ جایہِ جایہِ تنگ
میأنس جسمس دِژکھ

ہیرِ بونہٕ ژھاے

مےٚ اُس ستیٚ اکھ ژٕ رتہِ

ژٕ رِہُنٛد پاسپورٹ آم منٛگنہٕ

بہٕ گتہِ اُنھ پاسپورٹ

بہٕ نیوہوس کھکھرِ

لبَن وُچھم پوسٹرا گتھ

یمن پیٹھ اِنسانی ہیکچِ اپیل اُس

ژھوٚٹھ ہیوٚ دِیٛت ہٮ۪س

سرحدٕ اپور دأرِتھ

پَننہِ نوٗز کھ نظمہٕ ہِتھ

مےٚ تہٕ نظمن آیہ پکھہٕ

ژٕ رِہُنٛدی پأٹھی

اُسی ترٛشو ے روٗدی

عربہٕ کِس اَسمانس پیٹھ

وُڈوکران



## نیوزی لینڈ چ نظم

پیٹرِشیا پڑایم

# دوستس کُن

یم لَفظ
ختم سپدن وائلس ہجرس
زبو دِوان چھِ
تم چھِ چانین دِلچسپن نرم رگن منز
ژھوٗکوٗنی برٕ بٔتھ شرٕ پان

یم لَفظ
موٗنچ کتھ چھِ کران
تم چھِ اندیشکی پاٹھی
لاغرتہٕ اَنی آسان

یم لَفظ
ژبونچ سرٕ چھکھ کران

تِم چھِ لوتہِ پأٹھی اِسرار کران
ژھارِ ہُنٛد سفر طے کران
ییٚلہِ زَن گُلِ آفتاب
تٔمسٕے دیوارس کُن بُتھ کران چھُ

اَندوأیٔتنکی تمام لفظ چھِ
دٕرٛمنکی پأٹھی زٕمینس سٟتی لأرِتھ
تَرکأنس منٛز ہوٕہک یِتہٕ گتھ
چھُ لفظن ہٕنٛزِ زبأنی ہٕنٛدِ قادٕنشہِ آزاد



## اِسرأئیلی نَظم (ہبرو)

ایڈِ لیناء کللیَن

### نَظم

اکھ تنہائی پسند نفرروٗد
پُنن پڑتھ کانْہہ صُبح
لولہٕ بأتھ گنگرأوِتھ گاشر اوان
یہ بأتھ روٗد
پوٗر دۄہس
اۆبرٕ لنگن پێٹھ سوار سپدِتھ سفر کران
یہ بأتھ روٗد ژۆپأری چھکرِتھ
ساز سومبراوان
یتھہٕ پأٹھی پیتر تہِ بأتھ زایہ
تِم روٗدی سفر کران
تِم روٗدی تنہائی پسند نفرس نِش دوٗر

سُہ روٗد خبر گَتھ کٔتۍ

بأتھ گبوان

تۂ پانۂ رود ژھوپہٕ ہٕشدس شورس منٛز

دوہ کڈان



ارجنٹائینٕچ نظم

میدول بین ڈی ایرا

## کفٹیر یاہس منٛز

یِیلہِ جنازٕ نیران چھُ
کیفٹیر یاہس منٛز موجوٗد لُکھ چھِ
ہکہٕ کلہٕ پیٹھہٕ ٹوٗپۍ والان
بےٚ توجہی سان چھِ موتس سلام کران
تہٕ پتہٕ چھِ زِندگی کُن واپس پھیران
زندٕگی چھِ پانس منٛز شرٛ پراوان
تَم چھِ ژھوٕٹکۍ پاٹھۍ چھکرِتھ
اُکِس ئِڈِس جنازس کُن چھکھ نظر پیوان
زندٕگی چھُ
اکھ بےٚ عارتہٕ بےٚ مقصد ہنٛگامہٕ
زندٕگی چھےٚ بغاوتھ
تہٕ تَم چھِ گُزرٕ وٕنین چیزن سلام کران
تہٕ وبتہٕ گاٛمتس روٗحس چھِ ہمیشہِ خاطرٕ آزاد کران

## ارجنٹائینٔ نظم

ایلی ہنڈ ڈاپزارنگ

### نقاب تہٕ نظم

لو کچارکہِ زیارتُک شاندار محل خانہٕ
لوسہٕ وُن آفتاب تہٕ
رزَن منز آوٕرنہٕ آمت آگُر
ییہِ زِندانس بَرنہٕ
تمہِ بنو وکھنڈرَ و منزٕ خانقاہ
سو ییہِ واپس گُنی زٕنی



جرمن نظم

اونیل جم

## بہٕ چھُس چون گُنہٕ

بہٕ چھُس
چائنس دیٚوارس پیٹھ اوٚیزان
کلینڈرُک سہٕ تأریخ
یُس ژٕے
باقی وارٕ یاہن تأریخن
خون کڈنہٕ پتہٕ
موزوٗری چھُی دِوان
تہٕ چانین ہوکھی متین وُٹھن پیٹھ چھِ پھولان
ہتہٕ بُدی اُوٚلِی گولاب

بہٕ چھُس چون سہٕ گُنہٕ
یُس ژٕے
وُبُدرُٹلَن واجنہِ وہٕ درژ وسہِ ہُند تھکُن
کڈان چھُ
اکہِ نالہِ متہِ

## امریکی نظم (انگریزی)

راجر بگ

### ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ

ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ
کُنہِ خستہٕ حال لرِ کُن نظر چھم پیوان
مےٚ چھُ پٔنُن دٲنشور مول یاد پیوان

ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ
جاہ وحشمتچ کتھ کُنہِ تہٕ ووتھانٛ چھےٚ
مےٚ چھےٚ پٔنٕنۍ دُنیاہ دار مٲج یاد پیوان

ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ
میانِس نیچوِس بہٕ یاد پیٚمہٕ
تمِس پیٚمہٕ بہٕ چرٛیا گرس منز
شبستر پنجرٕ وچھِتھ یاد

## آرمینیائی نظم

اُمودیوتیان

### نِکہ تہ بہ

نِکہ ننین تماشن منز
چھُس بہ
پھُٹمِژ کار
ژھینمژ پھوکہ بال
یم تمی
خبر کیازِ
کامہ ہندہن چیزن سائتی
سمبألتھ چھِ تھأوی متی

نِکس آسہِ پے
مگر خبر کیازِ نہ بہ پزۍ ژھنگ جُرتھ کُرتھ ہن کان



ستیش وِمل چھ ترال علاقہٕ کس بۄڑھ گامس منز زامتۍ۔ یم چھِ ہندی، اردو تہٕ کأشرِس منز نظمہٕ، افسانہٕ تہٕ تنقیدی مضمون بیترِ لیکھان۔ یہنز وُنیکھ تانۍ شایع سپز منز کتابہ چھےٚ:
☆ وِناش کا وجیتا (ہندی نظمن ہُند اِنتخاب) ☆ گئی رُتوں کے ساتھی (فاروق نازکی نظمن ہُند ہِندی روپ) ☆ جہار (جدید ہُند ستائٕ نظمن ہُند کأشُر ترجمہٕ) ☆ اندھیرے سے چُرائی گئی کویتائیں (کشیرِ منز بندوقہٕ کس سایس تل لیکھنہٕ آمژن نظمن ہُند ہِندی ترجمہٕ)۔

یمن چھ واریاہ ینامہٕ تہٕ دِنہٕ آمتۍ یمن منز کینٛہہ خاص یم چھِ:
☆ کیرل ساہیتہ پریشد ایوارڈ ☆ کرناٹک ساہیتہ اکادمی ایوارڈ ☆ سرسوتی اروره کاویہ سمرتی ایوارڈ ☆ پرتھوی پُتر ایوارڈ ☆ رام وِرکھش بینی پوری صد سالہٕ ینامہٕ ☆ وجے سمان تہٕ شاعرِ وطن ایوارڈ۔


پبلشر

گلشن کلچرل فورم کشمیر

صدر دفتر: بدرن، بیروہ (کشمیر) 193401

(پوسٹ بکس نمبر 429، جی پی او سری نگر۔ 190001)